نیائی نے اندِک تیٔ وُندہ چھیٔ منداتہ ،، گارہ ہن کونشراہ تہ ہاوِ ہس پاکن پاتہ
لبہ رُدزہ پانہ لبہ یان پانو سُورلیس بندہ مُوکھت سور شُوکھ پراوانہ
رات دُوہ پرمانند چھُوی کانچھانہ پرم آنند میٔی چھُو مانا نو
وَنہ وَنہ وَنہ نیٔ دُین چھُو دیوانہ ،، بکھتن چانن اسنِٹ وتانہ
سُست تھندیٔ موخ پچھانو بو جرس سیت ہت اتھ روٹ چھارانہ
ژِرت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانو

---

واسدیو تہ دیوکی تف آس کرانہ گرٛہک ژِی زیُن سنتانو
جوسدا تہ نندہ گور گُوچھہ چھی رچھانہ ژِرت ویمرشہ دفتمانو بھگوانو
کمسا سور رازہ بُڈ پہلوانہ بلہ دیہ نتہ ژھلہ ناوانو
مَرہ ہی چانہ اتھہ تی آس کانچھانہ ،، گور گوپیتہ کامدیوہ ژِیٔ پڑھانہ
کامہ دینہ ژِی سیت رچھانو پانڈو تہ کورو بُڈ بُڈ کرہانہ
سودام ارجنہ اُدہو ویٹھانہ ابیدہ بکھتی چاکن کرہ ہانو
دِن تہ رات شُوکھسان ژِیٔ سیت برانہ ،، راگسو تہ ییٔ منگت تہ تی لبانہ
رکھہ پال چھُوک دگہ چٹانو ویدہ زنن ژِیٔ سارنی دادِن واتانہ
رادکا مانا تہ کرشنہ کرشتہ زیانہ شاہہ ریپہ کامدیوہ کرلیشانو
زنمہ زنمہ ژُون زنچھہ ہریس میلانہ ،، پُورن تف گوکیُس یہ اوُس منزگانہ
سارنی ژِرہ دعدہ سور بیرانو پیتہ نے پوُہنہ کرمہ فلہ کے بہانہ
یُس ییٔ پڑھِ تیٔ پچھہ چھُوی پراوانہ کرمہ پھلہ دانہ ژِیٔ وکھتانو
ہُن دیوُن پنہ نوُیٔ لوک لُوکن بہانہ ،، عارتن ہندہ پوُژہ اوتار دارانہ

داران لس یہ تس تہ ہو رانو — ہور ہور ہورِ سس چھوُنہ زاہ سورانہ ،،

پرماننده ترفتہ پُوچھہ چھوُئی وناتہ — وارہ وارہ درشن یژھانو

نہ چھا یتھ چھک ژِہ تت وَنت زانانہ — ژرت ومبرشہ دفتمانہ بھگوانو

زادُ کرشنہ جو اوتارس آؤ
گوکل وآت نِشہ جسوداۓ

ہما چھوُ چون وبدن تہ اُومکارس — دھرمس تہ دانستہ یاترائے

کرشنہ ناؤ طول وُلموُت چھوُ سمارس — ،، برہمادِک تہ واتِت دارس

تو تِہ لس کرشنس کِت آسۓ — تانِ وآچ سُوئی یژھ برشبہ سوارس ،،

پرماننده وَنتہ وَنتہ تو بہارس — تنت بہارس کم کم آئے

ون نیئی وانی شاما چارس — گوکل وات نِشہ جسداۓ

## لیلا

زاک ننده گورسنے اکہ ننده نئے — آکھ زگہِ کا سنے ہوہ اندہ کار

یادو کلہ کے کلہ دیکپئے — لولہ چانہِ شعلہ دِنہِ آؤ سمسار

اُولہ سُون از ژِیٔ یوشہ پوزیئے — لولہ کے منزلے لولہِ لولہ کرہئی

ہول ہمہ ہات چھمنہ مختہ تہ دیار — موکہت گژھ ہا چانہ شوبہ درشنے ،،

زِین چون زگہ منز رہر یہ اُو دئے — زگہ منز یتہ تتہ یرانہ آدہار

لگہ ہاوُئی ناوستہ زگہ وندہ ہیئے — ،، ساکہات کار چھوک اوتار یئے

چارہ میون بوہ سرہ تگہم تار — یرماننده ژِئی کرشنہ گندرئی

آکھ زگہِ کا سنے مہوہ اندہ کار

# مہادیو شنکر گوکل میں شری کرشن جی کے درشن لئے آتے ہیں!

بکھیا مانگنے سانگ بنایو　　آیو سدا شیو گوکل میں
درشن کرنے کو دھیانہ درایو　　آیو سدا شیو گوکل میں
نانگے سر اور نانگے پیری　　نندہ کیشورا سواری تھا
انگن بسمہ بھوت چڑھایو ،،　　ہاتھ میں ترشیلہ کانوں میں مُدرا
سندر موکھ کو کرا کرال　　گنٹا شبد اور شنکھ بجایو ،،
گوکل میں ناگندرہ ہارا پل میں　　زل میں جیسا اُوٹھی ترنگ
گوکل میں بو کنپ اُٹھایو　　آیو سدا شیو گوکل میں
وَڑ گئے نندہ گوال کے آنگن میں　　جانگنہ بچہ گیاں کو لنسا یئے
بالک کنیا کو بھی ڈرایو ،،　　گج چرم اور مرگہ چھالا یئے
سہم آسنہ کر بیٹھ رہا　　ابدو تن کا سماد لگایو
نا کچھ سمجھا نا کچھ بولا　　کھولا ناہی نترو شال
ہوتی ہو کے دُھونی تپایو　　ویلا پچھیلا میلا اکیلا
کیسا اکیلا بھوتی ناتھ　　ململ کے سواس ہا بچایو ،،
پاتر موتی ہیرا موتی ہیرا بھر کے　　جو گیشور فِر فِر مانگا
دان سینے کا جسودا منگایو ،،　　انتر یامی سوامی دیکھا
انتر بھی پورن مئی　　بالہ کرشن موکھ اُس نے چھپایو ،،
. سا دل وا ناک تا دل لیکے　　داس جس کا برہمادک
جسودا جاکر گھر میں ستایو ،،　　لیکر دانہ مُوڑ آیو جسودا

وسدیو کا واسدیو ناتھ　　سامنے ہو کے ہاتھ جوڑایو ،،
دانہ پکڑئیے دانہ پکڑئیے　　روندا میرا بالہ گوپال
بالہ بتالا تم کو منایو ،،　　نارا کھا نارا کھول یہ ناکہا
مگن رہا ویگنہ ہرتار　　ہاتھ نہ کھولو آنکھ نہ مٹایو
تاول تاول جسودا اکھاتہ　　تمہرے جانین نشکل نا
دان لیا کر دھرم چھپایو ،،　　جوگی زنگم اٹھارہ پنگم
وید کہاں یہ دھرم کہاں　　سنس کا ستیہ دھرم سُنایو ،،
ہنس ہنس بولا پنکزہ موکھ سے　　گزہ چرم درستی پیتی
بالک اوس کا اُوسکو بنایو　　یہی بالک ہے جسودا مائی
تری جوگ کا جو سوامی ہے　　جس نے بنایو اُسی نے بنایو ،،
ناوید آکھ سکے نا باکھا　　ویاس پراشور شری شکھدیو
مہما جس تم ہم کو دکھایو ،،　　پا ہمام پا ہمام کرشنہ مُوراری
پرمانند کو سامرت کہاں　　گاوے گیت جو سُنے گایو

آیو سدا شیو گوکل میں

---

رادھا ونہ نیچ ہہ کانکھیا آسانہ　　تی دُرلب تہ کرمہ آسانو
بیادت بیت زہ آسان بوُ ونانہ　　ثہرت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانو
گوکلہ گورا اک بوؤ یہ کہانہ　　گُلہ تہدتہ مُولہ ثورسو بھاگوانو
سالسہ بہ لوک لش کا مدینہ چاوانہ ،،　　دیارن نہ انت لستہ لچمی ہند تھانہ
بکھتہ زُن تہ منہ سود ساوہ دانو　　باریایہ آکس سمیتا دکھتانہ ،،

برانٛدس اُدس وَاوَہ لوکہ پال لڑھ ڈُووانہ    شانٛدس پٹ وٹھ ساوانو
دانٛدس تہ بیتیوہ جی برشیس زاگانہ رر    پرانیو کرتو سُو آمُت توانہ
اکہ ہنگہ زیُوبُٹھ لتہ مانانو    گوگلک گورُتس تہ بڈ گور زانانہ
تت آیہ رادکا زیمس چھ ونانہ    کمرشنہ کرشنہ کرشنہ آس زبانو
مالس تہ ماجہ زت پڑھ چھکتہ الوانہ رر    اُوشکتہ زامُت بیہ کیتھہ سنتانہ
پوترہ بوچھہ یشرھ کوچھہ رچھانو    تورہ کن دیوی آیہ زیمس پان پانہ رر
تھتہ پت رتنو سیت کُرہس شرانہ    اتھہ پٹ اتھہ چھس للہ وانو
ٹاہچہ سوآشچہ ونت کوہ زانہ رر    ژندان منز لِس آسس اکرانہ
سُن جالارہ مُختہ اُو رانو    ڈیش ڈیش مُوکھ تس مختس اُوش الوانہ رر
تُت چھوپہ آکاشہ چندرم پرزلانہ    یندرہ لُوک سُندر نہ آ سانو
مختہ فل سہ دای دبہ والنجہ کرانہ رر    امرتہ ہیبہ اُڈھ دُودھ آس چیوانہ
درشنہ زندگی پراوانو    برمہسے مول ماج لوک شاد برانہ رر
ساس ساس کامدینہ برہمن دیوان دانہ    یترہ پٹرھ وثرھ سُونہ رُوپہ سانو
ہنگ پیر مختہ جرجر ژُر دودھ یانہ رر    دیوی تہ دیوتا منہ لیس چھہ سُو رانہ
بن بن لیس کیاہ چھ سرانو    دنہی کس روزہ سُوئی نیب نشانہ رر
مُوہ بڈہ اندہ کارہ کانہہ چھوسنہ زانانہ    اَن کنوئی دِل تہ رات مانانو
معنی لس زانہ تیوت کانہہ چھوآسانہ رر    ناردجی اُوس دورہ دورہ روزانہ
یتہ تیترہ لوہ سرہ رُوزانو    شیو پاروتی ٹاٹھہ چھس ونانہ
یندرازہ امرت دوُدھ الوانہ    یتہ گور پانہ وِن ورنانو
یتھین گورین بھئی گوُر پنہ ہانہ    زگہ ہنز ماتا دودھ آس پیوانہ

سُدرِچ کُورِ یُس آسانہ　　لَلہ وان گورِتس نہ کُورِتس چھہ وَنانہ ״

دِنہٕ دِنہٕ چندرمِ زنتہ آیہ بڈانہ　　آیہ دھرمہ بائی چھمتہ ہشانو

زِگتس آتش گاشس ایوانو　　پمپوشو کنہ نیبن لاگانہ ״

نارد جیون یلہٕ زاتک لیچھانہ　　اُوچھ اُوچھ اچھ اُدس ہُوزانو

دن رات دِل دِت لوِدنت نہ زانانہ ״　　زاتک اُدچھنی تُغل اوس وَنانہ

وانس پزہٕ ہیوی دیوِن پانو　　گنیانس یہ اگنانی چھوس نہ دانانہ ״

پادن میٹھ دِین چھہ سادن ارمانہ　　یم پاد ہردہ لوگ دارانو

کرشنہ پادنتہ یم ہردہ ہرت روزانہ ״　　تِف زِف جگ ہوم جگ زگ ژیٔ کرانہ

شُوہی مانا چھہک ورانو　　دیوی نام اتھہ نامس چھہ وَنانہ ״

ست زن ہردیس منزلس چھہ لدانہ　　مایا یہ چھس لِلہ نادانو

تریکارن لس کہار شوبانہ ״　　ویرہ رُوست ہارِ زن کتھ آس کرانہ

ہرِ نہ ستند پاٹھ ژھالہ مارانو　　ہرہ چِت دُودہ کوئی ہرہ ژت کرانہ ״

رہتن تہ کتھن اتھہ آس دارانہ　　ہِچھہ ہن نہ زیٖو چھہک نہ ایوانو

قند آس ہندچھان دند تہ زیٖو ژرایانہ ״　　ثُرگہ دارہ دیوہ کنیایہ دِنہٕ نادانہ

سیونس دیوتس کانچھانو　　ریوان نام لُوز لُوز نبہ ہیوانہ ״

پکہ نس تہ کوکلہ پیر آس ترادانہ　　لُوترات رات دن مانانو

نکھترچھوہ رُت رُت ساعت ہت ایوانہ ״　　کُورین سیتی دارین گنِدانہ

دن سورہ تمتّا نہ سُوزانو　　زیٖن اُوس سارن زِن تہ کدنہ مرانہ ״

گندھرو لوک ہرت آس گاوانہ　　لُوت پریت ژہ پریت پاوانو

پتھر تتھہٕ ساری سُو درشن پراوانہ　　ژرت ویمرشہ دفتمانہ مھگوانو

شُکھدیو رادھا بکھت اوس آسانہ     تَنہ مَنہ سُوئی دھیان دارانو

پُرانس توہ کینہہ چھونہ فورانہ ،،     گرگہ سمتا بوز بُڈ کریٹ آسانہ

تت رادکا یہ وَنہ دانو     ییٔ بُوز کتہ تی زیوہ بیہ ونانہ ،،

کھا مور کھس گاٹل چھنہ کرانہ     گاٹہ چھُوکتہ توہ سیت پیوانو

پاٹھ پُوزا یہ کتہ مُور کھس چھوٗئی جانہ ،،     تگہمتہ زگہ ممنزہ آسہان تھکانہ

نتہ کس ونیت تت ویپانو     کُنہ لچ کتھہ چھی سنسرن شرپانہ ،،

پرمانند ما آنندہ کتہ روزانہ     بندگی زنتہ بندہ آسانو

بکھرت کانچھانہ بکھت ہنز کت سو ونانہ     ژٔت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانو

---

دوہ اکہ مآرج تس ٹوک ٹوک کرانہ     دُوکھ زنمک ہشرادانو

ہمی نام آس زیوہ پیٹ سُو ہیوانہ     ژٔت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانو

رادھا چھ گائتری تہ سادتری آسانہ     سرسُوتی چھہ تس وکھتانو

پرت کلہ چھی لیشٹہ سُوئی پانہ ،،     بھکتی زن چھس سروہ شکھتی مانانہ

نتہ نیم کیاہ چھس پُوزانو     مآرج کُندلنی شر چھس پانٔہ پرانہ ،،

جمنا یمنا تہ گنگا آئی شنانہ     تہ پُورہ ایشری تہ وکھتانو

ستی پارہ وتی امرادتی ونانہ ،،     ترہلوکی راجہ لچھمی تہ ونانہ

ماجہ زن دُودھ چھم پیوانو     بُدی چھی تہ سدہ لچھمی چھئے پانہ ،،

سہسرہ نامہ ریپہ بُن بُن زپانہ     سامہ بیدہ سنگہ نامہ گیوانو

شامہ سُندرس مہتہ مہنز بہ ناوانہ ،،     گورُ بایہ نتژہ تس تہ کُنہ چھنہ ویژانہ

مَرژہ گیمژہ مس پیوانو     ترلیشہ ہژھ یژھ زژہ فل اُوٹھ ونہ وانہ

سارئ چھہ دلویتہ گندرب آسانہ
سورشکھ پانہ وآنِ موکھ موکھ چھاوانہ ،،
کورین سیت وَڑھ رچھانو
کرشنہ جوتہ وڑھ ہِت لورہ اوس نیرانہ
گیمژ تم مہ دِ شوئ اچھ گاش انہ ہانہ ،،
پرزہ ناوِت تہ اوپر زانانو
ناردتہ دورہ دورہ وینا وایانہ
انز ریت ہکہ کس والس آسہ نیرانہ
زو ما کونہ آسہ زہ زانانو
گور گور شرتہ گور کورہ آسہ نژانہ
پرمانند تتہ سوکھ سان روزانہ ،،
سمسارہ نشہ بیون نیرانو
ڈیش ڈیش ناردتہ دوشہ روست گژھانہ
برونٹ برونٹ ڈیو ٹھہرت برو دریٹ ایوانہ ،،
وڑھ تہ گاؤ یٹہ تہ کونہ گنڈانو
مرلی بوز بوز سورہ آسس ڈلانہ
نتھ نتہ کورِ کتہ آروَنیہ چھاوانہ ،،
خاصہ شید مرلی پوزانو
ہانگل تہ ہرنی بیہ سانگل میلانہ
رادھاکرشنس دورہ ژورہ روزانہ ،،

شورتہ باژ دِن تہ رات برانو
سیتی سوتہ ستہ ورشے واتانہ
سنگرمالن سوہنی زن چھہ فولانہ ،،
وَتہ پَٹ چھہ ژھ پژھ میلانو
روشہ روشہ توشان اک اکس ڈیشانہ
روشن تہ سورِ وی لوکہ ورژ روشانہ ،،
سنیتا تہنزی چھو گنزرانو
پریمہ سیت زوہ کیاہ آسہہ ہی باشانہ
زلوہ روست پرمانند چھوئی ونانہ ،،
کور گوم مہ یاون سورانو
وڑھ تہ گاؤ گور گور بایہ شر سمانہ
مروَن تہ زلون وَن نہ چھہ کہ ایوانہ ،،
دلیشہ کالہ رستنس ژہلانو
ساسہ بزہ گور کور شور آس گنڈانہ
وَنہ کے کُل تہ کٹ گرشنس گونڈانہ ،،
آسان تہ کونہ کونہِ وَدانو
وڑھ تہ کا مدینہ آسہ گاسہ کہیون تراوانہ
ویاس ستیاس ناردتہ ساس ملانہ ،،
گانگلہ نہ منز کنہ نہ روزانو
ہوشس تہ آس لوک کونہ کونہ ایوانہ

دُوں ہتمن کُنہ چھِنہ ڈیشانو ۔۔۔ یمن ہندہ پوُژھہ سُوسانگ اُوس شوبانہ ״
سِریہ چندرمہ رُوست زگ چھا پرزلانہ ۔۔۔ بھگوانہ رُوست پرِان اَپرنانو
لگہاس پوُنیتہ نیمہ رُوزِہ ہم سنہ دانہ ״ ۔۔۔ پرِت دُوہ یتہِ تتہِ سانگ اُوس لاگانہ
کُوِرہ چھِنہ ماجن تہ وَنانو ۔۔۔ وَنُون شور کنہ دِہ چھکنہ روزانہ ״
مُوہ مایہ یہ نال اُولمُوت آسانہ ۔۔۔ شُور گندنا چھ لوک زانانو
دُورہ پییُن زنتہ فیرِ فیر الوانہ ״ ۔۔۔ آل ماجہ مارن تہ پالیس نہ پیوانہ
اَک اَکس ہاژِہ ہاژِہ لاگانو ۔۔۔ ہاژِہ نتہ ژِئی چھوک شرمہ رُوست روزانہ ״
کُورِن شُرِ تہ شُور کُورِن چھاوانہ ۔۔۔ مندہ چھن تہ بیہ مندہ چھاوانو
مُندہ آسُس فٹہ لستہ ہاتنہ زانانہ ۔۔۔ ژِرت وِبرشہ دفتمانہ بھگوانہ
پرمانند پرم آنند ژہارانہ ۔۔۔ راوُ راوُ ژہارِ ژہارِ لبانو
ساد ژِئی سادِت ہاوِت دیوانہ ۔۔۔ ژِرت وِبرشہ دفتمانہ بھگوانو

---

## گوپیوں کا اشنان کرنا اور سری کرشن جی کا پوشاک چرانا

---

دُوہ اکِہ آوُ دکھِن چھُہ پوُزانہ ۔۔۔ جمنا یہ آسہ شران کرانو
ژُورہ ہیت آیرِ ژُورہ چھُوک روزانہ ۔۔۔ ژِرت وِبرشہ دفتمانہ بھگوانو
ژہاڑان زلس منز رُوزِت ننگہ پانہ ۔۔۔ ژُورس عار چھُوک نہ الیوانو
عارہ رُستوئی ژُور اُدمُت شیطانہ ״ ۔۔۔ ژُرس رُوستوئی ژُور چھوُنہ آسانہ
ژُرس منز اُوپہ نہ روزانو ۔۔۔ اَندرم ژُور کُنہ دِنہ چھوکنہ الیوانہ ״
ژُور چھکنہ دِنہ ژُورہ نیومُت ژہارانہ ۔۔۔ دُورہ نیرہ پکِئے چھُوکنہ نیرانو

دپہ ماژورتئ ژِ ہیہ آسہِ روزانو ،،　　چندن گلس پٹ مُرلی وایانہ
آبرن ہمن تہ دُوہِ ہاوانو　　ہاوان تہ ترآوان خٹ خٹ تھاوانہ ،،
کالہ شہمارہ چندہ لُس نالہ ژٹانہ　　کورشنہ جُو ہنٹہ ہنٹہ آسانو
آرہ رُوست عارتن آرژر کاسانہ ،،　　ژُور ما چھوہ لیُس پنہ نی ژور ہاوانہ
ثر طل تہِ ما آسہِ چھوٹرانو　　تابس چھوہ لاب بیاک مُوچہ آس مورانہ ،،
وار چھوکنہ نتھہ نہ زلہ منزہ نیرہ ہانہ　　کنہ ژُن چھہ سنزن فٹانو
اتھہ لیس پرنام زیلوہ چھس نوتانہ ،،　　بُوز بُوز تھنہ بیہ بیہ چھوک ہاوانہ
مُژاونتہ مژراوانو　　ژُورن دیت تہ ژُور بیہ وُڈراوانہ ،،
انگیکار دیت بیہ دریہ ہاوانہ　　ہاوان ہاوان ژہانڈرانو
ژہانڈان لوک پانہ بہار چھاوانہ　　ژرت ویمرشہ دِ فتمانہ بھگوانو
ٹنگہ آیہ ننگہ تمہ نیرت نہ زاتانہ　　ہندرئی اندرہ آیہ دزانو
شامہ سندرس آس رنگہ رنگہ ارژانہ ،،　　داہس چھئی زہ اسِ چانہ گونہ چھوک یانانہ
لاگ رازہ سہ نُن بیگانو　　شرم رچھتہ چھئی ژہ شرن ایوانہ ،،
دُپنک راوہ لیُس تہ گُنہ آسہ ژہاڑانہ　　گوکن تہ ہاژہ آسئی نہ لاگانو
گواہ رُوست ماژُور منٹہ خسانہ ،،　　راوہ لیس تہ تُس چھوی ساس پاپ آسانہ
نوہ ونُس چھو پا پا آسانو　　گوکن زہ ہاژھ کیا چھو راوہ رادانہ ،،
ژُور چھو سنہ کینہ منہ پانئی پاسیانہ　　چھوہ مئی مہ رونیں ہاژھ لاگانو
بوزہ لیُس ہیون سُوزہ لبہ سورہ سامانہ ،،　　ہاٹ جوژرت آسہ اُوتھلنہ رُوزانہ
تات کال نژاوہ مان امانو　　بات کیاہ زہ آسنہ رآدمُٹ لیانہ ،،
زلہ منزہ ہمپوشِ نیرہ زنتہ فولانہ　　مَلہ نشہ پان آسہ چھلانو

یلہ اک بھگوان تارہ نس چھوہ تارانہ ،، نارہ دراؤ سون گوسو شنکایہ روست پانہ

وارہ لتس یہ آمہ تاؤ نیرانو — چہادہ سیت چکہ چاؤ پانس سو بیرانہ ،،

پورِر دورہ نشہ آسہ واتانہ — ژورہ نیموت تہ آسہ لبانو

مورئی کہور مورہ مخنتہ آس لدانہ ،، مرگچہ مرگستہ سورِس ارمانہ

سورہ پھل کرُمک تہ سورانو — پرماتما پراوہ آسستہ سورانہ ،،

بیہ دور گیمژہ زلہ آیہ نیرانہ — تتھ پاآٹھ یتھ آسہ پوزانو

ڈیوٹہک سو بھگوان جہ ودِ دیدانہ — ژرت ویمرشہ دنتمانو بھگوانو

شنکھ چکرہ پمپوش گدا دارانہ — لچھمی سہت گرڈہ واہانو

ناب کملی نشہ چھوہ برہما نیرانہ ،، رودرت نہ کنہ تس کینسی ڈیشانہ

ڈیشان ڈیشان مشانو — مایایہ برمہ چھوہ برہما تہ پوشانہ ،،

پوشن لبت زان ویبوش تو شانہ — لنکایہ ہند راج لبانو

راوہ نک سوراون مرمرت ڈیشانہ ،، پاپن ناش گوک شاپ آک گلانہ

تافہ یتھ شین ویگلا دانو — آپسہیں دوشہ رچہ چھ پراوانہ ،،

ونہ نیچ جاءی چھمنہ ونت کوہ زانہ — سنہ نیچ کت چھنہ بیاک آسانو

بنہ نیچ چھ کت چھنہ ونت زانانہ ،، نتھ نیہ نزہ کنہ گرژھ تمہ پاتیاپنہ

نتزن ہتن اولہ ساوانہ — انتر زلہ بلہ پان آسہ ہاوانہ ،،

ناردنہ تہ اوس تان نت واتانہ — ژہانڈان تس نیس چھوہ توتانہ

بکھتن لستندن تس واتہ ناوانہ ،، آشچریہ مایایہ ہند پژھ ونانہ

اوپائی یت کونہہ زانانو — بھگوت مایایہ پرزہ ناوہ گنیانہ ،،

پرمانندہ سران دھیان کینہہ زانانو — پرم آنندہ منی چھوہ بنانو

# لیلائی ہندی بزبان سوامی پرمانندجی

کیا ہے جگ کوئی جانا ناہی
جمنا جمنا پھر پھر مرنا
جمنا کیسا بن پران ہرہ تا
کرشنہ آتما ہردہ گوکل رندا
برہم اور مایا دو ناہی باستا
کیوں روندا کس کارن ہستا ״
بچہ گیان باستا رکھیالا
مرگہ ترشنا موکھ جگ کو آکھا
ڈھونڈہ فرہ سب کوئی ناباکھا ״
اُوس پہ پنکھی بیٹھ نہ سیکے
جاگت جگ میں جوگ پیتی ہی
جیو ابیاگت اپہ گنتی ہے ״
ہے کیاہ یہ ایک دو دن کا میلا
بولنا کرشن کو اور کھولنا اکھیان
پیر تھتوں پر راکھیا دیکھنا ״
کیا ویمان پر گھوڑا ہاتھی
کرشن سُودام اور نندہ اُوہی ہے

گیانہ بنا پچھانا ناہی
جمنا مائی کو پار ترنا
گیانہ بنا پچھانا ناہی
نارد ولیو یک سیج سپنا ویندا
سپُن دیکھی دیکھہ ہی کچھ واستا
ورتی اور سنکلپ گوپی گوالا
فیل بیو کھیل میں نندہ لالا ״
آگ میں جلنا جلنا راکھا
پاپا جل میں چھاپا برکھ نے
مُورکھ چاہتا بہ گھر رکھنے ״
آکھتہ مایا شری پاروتی ہے
رہتے کیا نا رہنے کا ویلا
آیو اکیلا پھر جالیو اکیلا ! ״
دیکھنا پیارا اُوسدا گوپی سکھیاں
سب جگ میں اور اُسدا ساتھی
یاد کرشن کا ملنا ہاتھی ״
دن راتر رُوبندہ اُوہی ہے

پرمیان پرمانندہ اُوہی ہے    کیا ہے جگ کوئی جانا ناہی

---

سارُئی تمہ تس چھہ دِنت ونانہ    ہِنت زہ ساسہ رنگہ ہیوانو
ہِمت سُوگوک رادھایہ تانہِ آسہ وَدانہ    ژرت ویمرِشہ دفتمانہ بھگوانو
فیرنہِ تمن تی زہ فِرنہِ نیانہ    فیران توی آسہ جیرانو
راداتہ نیہ نک تہ وانہٕ چھوک نہ فیرانہ 〃    زانگُ نہ دلیشہ کوہ نِشہ چھوک راوانہ
الیشوری مایایہ چھاوانو    دِلیشہ رستس آسہ ڈٕہ دلیشہ ژہارانہ 〃
رادایہ پتہ پتہ پاد آیہ اُو چھانہ    ناد آیہ مُرلی بوُزانو
پاد رٹنوَ سار اُوپادِ سُورانہ 〃    ژہانڈان لُولہ ہژھہ ہژھہ گیہ دیوانہ
کہورہ فِل زہ آیک لُو سانوُ    میتہ پادن تل مرنکا مانانہ 〃
ژُدُپار فیر فیر کُنہ چھنہ لبانہ    مُرلی واک دُوہِہ بوُزانو
ہُرہ ڈُچہ ہژہ براَنت ژہاین گژہانہ 〃    مُرلی آلوَن آلوَن نیرہ ہانہ
مختہ لرہ چھانگرہ گژہانو    مختہ ہار ژہاران مختہ آسہ ہارانہ 〃
من منشہ منترہ ونواسس پرژہانہ    سنیاس کُنہ چھنہ ڈیشانو
مُلمُت سُورتنی پان آسہ مارانہ    ژرت ویمرِشہ دفتمانہ بھگوانو
رادھا ڈیٹھک وَتہ پٹ وَدانہ    لبمُت سُوتستہ وتہ راوانو
پُروژہس حال وَتہ پیژ چھوسنہ فورانہ 〃    گمد گد وانیہَ شچھہ تس لدانہ
لُس وَتہ تراوت گژہانو    وَتہ تراوت گوم اَسس بوَ پرارانہ 〃
باگ باگ چھنہ واک ونہ لستہ واتانہ    ساک چھُونہ آن ہمت آسانو
چاک گیم جگرس آک چھمنہ بلانہ 〃    پکان پکان کہُورہ آم تھکانہ

توشان آسس بہ نھیکا نو — نکھہ سمرت شعہ منہ نکھہ نکھہ روزانہ

ٹاٹھہ گیہ سمس منہ آسس ہر شانہ — ٹاٹھس وندہ چھس وندانو

ونیوپ کرت گوم گور گوم کوہ زانہ — ″ اہنکار گوم دلوہ توہ کھشرم ہانہ

اُونی بو کنہ کن ڈیشتہ ہانو — جسو دانندہ نس بو داس آسہ روزانہ ″

چھہنہ ڈیشن بو دیشہ دیشہ تہ ہارانہ — پراران چھس چھوم نہ ایوانو

پدہ لوسمت ود ود تہ ژد بیرانہ — ″ ییی بوزت درایہ سازیہی فیرانہ

برم پاسپن سو دم چھہ مانانو — ولشہ مایا بہ چھہنہ آد اننت لیانہ ″

دلشہ رستس چھوتہ بد کونھہ مکانہ — سیلود بوز بسدی چھہ گرہ ہانو

اہم تہ راوانہ سو ہم پراوانہ — ″ تہ ہاران جنگل نہ بیہ بیابانہ

دیا پکس کونہ چھہنہ دیاپانو — رشہ روست ریش زن نشہ تس واتانہ ″

ونہ ونہ فیران کرشنس ونہ دانہ — بیبر کران گیہ وبکو نھٹھ منگانو

ہیرہ بونہ تہ ہارت ہیر نمراوانہ ″ — ورلاف چھہتہ شیچھ لوکن بر چھیانہ

وانسہ منز کھنس یوستہ میلانو — بانسری چھوہ وایال توتہ چھوہ بوزانہ ″

رادھا کورین آس ہیچھ ناوانہ — کرشنہ جو گراو چھوتہ بوزانو

بادہ ریشہ روست تس ریش زن توتانہ ″ — توہ تس بہ منہ پر پہ تی چھس دتانہ

ولس منز ڈالہ نیوانو — ولس بوتہ تہ تہ کونہ چھک بوزانہ ″

پرمانند تس سو وندہ تہ ہارانہ — بانسری شبد نت بوزانو

ژرت اکاشہ کوئی آنند میلانہ

ژرت ویبرشہ دفتانو بھگوانو

---

# لیلائی گوپیاں

ناتم دیکھو کرشنا شیاما ۔ پیتا پیارا میرا لوکو
بازی گرنے ناچکری کی۔ جگم ہمارا پارا لوکو

جس کا اکھیاں کملا نائی — کملا ہم کو بھی بنوائی
ڈھونڈتہ ڈھونڈھتہ روندا روندا — جل بیچ ہیں ڈوب ڈارا لوکو
بج بجکے بانسری بجاوے — بجناسے بھی دوروں جاوے
سونا سانو آگ میں پاوے — سونا سونا پارا لوکو
ہم کو پایا گل میں رسینا — پریموں کی پھر لینگے لیکے
اوس بن کس کو اکھوں پل بر — کرلے ہم کو چارا لوکو
پرانو سے بھی نا بچ رہنا — اوس بچھنا بن نا ہیں چاہوں
اوس پیارے کو بچتا ساڑا — آکھہ کرو گورا لوکو
بات ہمارا سمجھو کوئی — اوسنو بھی سمجھا دو جاوو
بیچاریاں کو رسنا گوا جا — کرلیوے بیچارہ لوکو
شامہ کلیور شامہ کلیجہ — اوستو کب انصاف ہوندائی
پر اکھیاں بھی کالا ہو کیوں — ہوندا تیر رس سارا لوکو
پاذ کمل جو لگ گیا رستے — جم چمکی اوس میں بنجر بندا
ناد سمجھتا اوس وینا نا — بارم بارا بارا لوکو
پوچھو گل چھڈ کے آیا — رستے پر سب ساتھی اپنا
یہ کس اکھی متر کرے گا — ایسا منترا چارا لوکو

نا پچھوں ہم گوکل دوارا
مرجاؤں گا دور پہاڑ دل
ہم کو چھڈ کے کس اوپر من
چل چل کے کس کارن آکھا
ہے کیا آشچریہ کیا مایا
سیاں نو کیوں حیرانی چھڈ کے
آکھو نگا نا ناکھہ رکھو نگا
اُس کی تسنا اُس کی ہنسنا
بھوشن دے رادھا کو چورا لو
لیکے رادھا رستے چھوڑا
ہو واری اُدس چورہ بنایا
اُن کی کوئی ٹاڈلت کرے گی
نترہ پرکاشک سورج میرا
ایسا بغیرا دیکھو لوکو
وید پوران توں کچھ ناہی جانو
پریم کڈیا ہم سب سے نیارا
دوارکا ناتھ کو نالیکے میں
نا دیوے اُد سودام درشن
چاہتا ہوں میں آدین ہوکے
نال بجاؤں نال ہے سے گا

نا اُون پیروں کو پاونگا
راتر کے انیرا لوکو
موہتہ ہوا پیارا ساڑا
وسدیوی گو جارا لوکو
بھئے پروائی اتنا کتنا
راگہ لئے اُوچارا لوکو
ناکھوں گا پھر مرجاؤں گا
چورا یکی لنکارا لوکو
چورانداہے مائی باپ اُو
ہے کیا یہ اُوپکارا لوکو
جسودانے پیر چھوڑ دیا ہی
کرنہ سکے دوبارا لوکو
ہم کو ناوی وگین میں بھی
جیسا جل میں تارا لوکو
باستا ہی جگ ناواستا ہی
کرشن بنا اد سارا لوکو
سودام سری کنکالا ہوں
جاؤنگا پھر گورا لوکو
دینہ دیالا کو سمجھاؤ
ناچن کو بیچکارا لوکو

پرمانند تم جیت رہیں گے پیتامبر کو پاؤ نگے پریت
جگ میں اکھیاں گھولو دیکھو جو کوئی آیا ہارا کوکو

# لیلا

ہی گووِندہ ہی گوپالہ ہی کرپالہ لالہ
پیر مُور مُوکٹ اور کستنبہ مالہ

آریت جہہ چانی آردَ نا کران منرہ چھنہ کے ناگہ رادہ منرہ شران
ہی یادہ ہی مادوہ ہی دینہ دیالہ ،، وائے وینا مُرلی منُوہر
گال پاف شاف سنتاف تہہ زر موہنہ مدہ زن زراسندتہ ششپالہ ،،
اُولہ داس آسی پاس چھئی ژہاران راس کھیلہ ویاس ناردُ تہ پراران
اُنھہ داس کرت گوپیہ تہ گوالہ ،، ژھابہ کوہ رُوزِت پُھک ونہ نی
نتہ وَن ونئے منز ملنئے آنھہ ہدت پراران پریمہ ہت پیالہ ،،
کمساری پُھک نہ سمساری زانہ نَے ژہ بالکس کم ساری
دَن باگہ تس لیُس میلک انتہ کالہ ،، بِندراین میں ایندر آیا
کوٹی دیوتہ اور دیوتا سیوا کرہ نی چھئی کران سالہ ،،
پربہ سب کُل اب سب کرہ سِدھ ہنس ہنس کے تِسا کِس جہہ ویدھ
پیارا تو نا رکھہ ساٹے ملالہ ،، ونہ منرہ اُون کُت وَن بُہ دِمئی
سُدمن تھاوتم پُھک بُودہ مئی ہرہ منتہ کرتم ہرہ نمتہ ڈالہ ،،
ژہہ لیُس وندہ تس ژہہ ہیہ نالہ ژہہ شال بُدہ زن آسہ سہہ تارہ
مشہ لس ادہ چھرہ کٹنے ژہالہ ،، دُور مُو روز تھنہ ژُورہ مُوکھ ہاو

دُر دانہ دُوٕرِہ کتھ موٗ تھاوٗ اتھ واس مُوٗژرٹ موٗ دِم ٹالہ ״
رازہ ہمسہ لاجت والہٕ واشیٖئے تازہ تازہ موٗکر ژُر بالسے ژیئے
موٗکلاوٗ آسہ ہمہٕ سمسارہ زالہ ״ پرمانندہ نی ونتھا لوٗز
دُوٕہ گوم لوٗسِت ساتھا روتہ بالہ گو پالہ اُوچھنہ چھت گیم بالہ
ہی گو وِندہ ہی گو پالہ ہی کرپالہ لالہ

یُی وِنِت ڈیلہ ٹھک ژرانہ ژرانہ اُو چھہ نس کُن چھنہ وِیژانو
پریمہ ہتی منہ چھنہ اچھن ترٕ ژرانہ ژرِت وِیرِشہ دفتمانہ بھگوانو
زانک زنہ رُوٗہمُت ترٕ آسِس منوانہ تھُمی زن شُو تتھ اوس آسانو
وُوٗن نہ یاد کینسے استہ اسانہ ״ گِندہ نس رنگہ رنگہ ٹنگہ چھُونہ الوانہ
ہنگہ ہٲی بوٗ ترٕ سشری نارانو ہنگہ تےٗ منگہ روزتم سنتوشٹانہ ״
اَنت چھونہ بھگوت مایایہ آسانہ آیا یہ تتہ ترٕ کیٖت ژہارانو
ژہارِت گوارِت کتہٕ چھنہ لبانہ ״ وُد وُد ہژ کال یوت حال آسانہ
راتس نہ یاد کینسہ رُوٗ زانو نوٗ نوٗ باش ملن نوٗ گاش ایوانہ ״
پریمُی گن ہنَ ہنَ نیرہ بھگوانہ تُت یِی چھہ مایا ترٕ گلانو
یت تی پرمانند چھی پراوانہ ژرِت وِیرِشہ دفتمانہ بھگوانو

## لیلا

ڈلِش چھہ ساری شُو پرم آنند تُت کیاہ چھوہ گرِیشن پرمانند
ریشن شُو ہُر ہُر رُود ارمان فیشان چھہ اُدُہہ زِلوچھکتہ سمان
منگہ ہان موٗکھت نو ترٕ روزان چھہ بند تُت کیاہ چھوہ گرِیشن پرمانند

تتہٕ زٕ پہ لبہٕ لنس چھہ ژہاران کیت — لبموت سوراوُمرُت سارنی سُبیت
آدہ انتہ روُست سادہ نابہ نادہ بند ،، — زگہ ہُند سُو بُوگی بوگیشور
سارنیٔ گوُرن ہندست گور — اتیت واتیت اندہ وَند ،،
وبدیستہ بیہ شیشہ ناگ گیوان — ساتاںہ زیوہ تُوتہ نس چھوُنہ پوشان
پت کالہ اونمُت پت ژرت آنند ،، — سبتایہ سان یُس گیاوُ ونواس
رُدشہ ون سُو لچھمن رُوزاک داس — ڈاسُک سُو راوُنن سُو شربرا مچند ،،
سُوئی یُس دیوکی یہ گربس آوُ — جسودا ماتا ہُنی زنتہ زایاوُ
ژرنن لتسند کم لُب اند ،، — سُوئی یُس بوتراژ لُوژرنہ پوزرھ
شوربون سیت دراوُ رچھنی وژھ — کورَون تہ پانڈوَن دِنہ سند بند ،،
سوُئی یَس پوزان چھس نتہ نیم — یم زہ بیٹھ لب تم دُوپ پورہ پیم
رُوزت چھہ سارُی یمہ آچھ باوند ،، — سُوئی یَس ژہاران چھس دِنتہ رات
ترہ کارن چھس ڈلیشان زات — ژہن ماترا ویمرشہ منہ پسند ،،
سُوئی یُس رُوزِت سارنی سیت — پانہ رُوزِت لتس لبہان کیت
لبہ سُوئی یَس روزہ مشرت گرند ،، — ژہارت لبِک زَن نہ روُٹھمت اُدس
ڈلیشت برت آگھ امرتہ لوُس — منده چھن زن سو دام اتھ ہت تند ،،
ودنس منز سریہ اودُی پیُوک — چندہ اندرم تُت شہلیوک
گچھ راتہ منز دن تہ چلڈ گیا چند ،، — نترن منز باگ وتھرا وہس
مُنہ منز باغن ڈیرہ ترا وُہس — بیہ بتہ تت بہیہ تت مستند ،،
تھکنس آمژہ ونگسنہ سیت — ڈیوٹھمُت سُو وُچھک سیت سیت
وَندس سُونتہ گوکھ پیُونہ ،، — ہرشس گیہ ڈلیشت سُو درشن

ترِیشہ ہٕرہ نیٔ امرتہ ورشن        سن دِت آوٕ ژورہ ژُل ہدت قند
دَستر ملِک کُونگہ کافوٗریٖ        یِچھلت بدن تمہ ساسہ سوٗرئ
ولِت نِتھ نہٕ درایہ پرسند ؍؍        اُوشک وندس سآر وندہ ہوٗس ٹآکھ
نارِدِن تہ بیہ شکھد یون پآٹھ        پژھ پچھئے نہ گرژھ لوزو شمسکند ؍؍
مشرِت مآلِ مآج نشرِت پان        یمہ یمہ اگنہ زالِت گیان اگنیان
ترِاوِت قبیلہ سآر باندوٗ تہ بند ؍؍        زانِت نہ کہون لستہ مانِت سار
سوٗیٖ درشن تیس چھوہ ژہ والوٗر        ہندہ کن سوٗئے ہند سند کن سند ؍؍
وَنہ نوٗسیتن بنہ نوٗ کیہنہ        پان پیشرنہ روٗست تَنہ نوٗ کیہنہ
پرمانندہ چھوک ژِہ پرمانند        تنُت کیاہ چھوٗ گرِیشن پرمانند

---

# لیلا

---

یمہ آسہ نترُ دُلس اُدِچھان
تمہ آسہ خاصہ بھاگوان

کنہٕ تسنزیٔ کَنتھ بوزان        مَنوٗ تُسندیٔ دھیان سوٗران
تنو دوٗن یادَن ملان ؍        حلب آیٖنہ ساسن منھٕان
تمہ یاد مختس آسِ منھٕان        ناردوستش ویاس منتھان ؍؍
تمہ چھنہ ویکنٹھس بمان        نمِتہ گیمترہ رِتمہ بمان
رویِد چھنہ مانن ویمان ؍؍        ہِٹہ مِٹہ دِٹھوٗ کتھ کران
پموشس ہیو منزہ اتھ کران        ییت طوطہ مہار تھہ کران

پریمک راس چھت راس گندان — خاص کرشنس آسی گِندان
گرہ تراوِت دنواسس گندان ،، — ژُورہ دود لِتس پتھ اُوژھ کران
گاؤ وچھو پنُن پژہ کران — پریمہ ہرژہ والنجہ وژھ کران
دُود چھت کوکن مُهوہ ملان — ژُڈِن اندرِم سِشرہ ژلان
پُنہ وَنہ لس رُوشہ روشی ژلان ،، — جمنا بہ پیٹھ تس سگھ چھکان
مخنہ نہ تت بُرونٹ پیت ہرکان — مهوکہت گیہ سگ مختس تھکان
ہرشَس زِہ یتہ آس آس پیوان — دلبہ یتہ نیہ وس وس پیوان
پالیسنہ ڈلیشت آس پیوان ،، — کتہ کن نہ الن کتہ دھرم تہ دان
گنکن تم بہار پوٗ زان — گرہ بار تراوِت کتہ کن سان
ہرکانن بلہ واہ خسان — نرہ ویرن چھوٗنہ شاہ خسان
ہرہ پلالان یڈہ واکھ سان ،، — باوِٹ گُل رُدنیہ گوٗڈ وزان
راگھو راگھو بکھرت پران — باغو چھہ بلبل گلُ وزان
پکون پنکھی کن دیوان — سِنین تمی سند پوان
تم پانہ شِلہ داسن نیوان ،، — رادھا ہرت کِت اندر دزان
تتہ سِریہ آسِت اَند رُوزان — تتہ کرشنہ جو تتی اند روزان
پرماندسس وُندہ او زان — وندس کرشنس پنُن پان
وندسس نوٗ بہار چھاوان — تمہ آسہ خاصہ بھاگیوان

---

پرت پرماتہ آسہ پراندس پیٹ نیرانہ — گُور ژُر تہ کورہ سُور سامانو
کُمَلہ وانبوٗ چھس وُزہ ناوانہ — ژرت وپرشہ دنتمانہ بھگوانو

ہندی زبوہ سیت آسس توماتہ ہارہ طوطہ اڈہ کل بولانو
زانموت نہ کینسہ پریمہ پورن پراتہ ، رادکا چھ پانہی ہرسوتی آسانہ
سوروئی منہ چھس باسانو ویدن لتسندوئی انوگرہ داماتہ ،
پتھ پاٹھ چھس دوہہ اکہ اوزہ ناواتہ پوز وانن سوہہ پوزانو
پوز بوز رنگہ رنگہ پایا چھ وناتہ ژرت ویرشہ دفتمانہ بھگوانو

# لیلا

جاگو جاگو شیاما چڑھ گیا دن
آؤ دودھ پیلے جانا یو بدن

چانگتہ انگن زیج پچھنیا ! دود نا پیندا کہا کچھ تا ہاہا
پہلے کری گوپالہ پوزن ، پنجروں میں شوگا سارق اور
ناچن گا دن مور چکور ہنس پیود دودسب پیون ،
پھولان کا مالا لے کے پاؤں پر سب گوپکا گوپت راکھ نظر
اوٹھہ پاؤو گل کھاؤ نگن ، چڑھ گیے رسر پر چیرا دار
بوشن پاؤ اور النکار ناہی تہ تو او ناگتہ مانگن ،
آنگن میں منجہ بیٹھو پاؤ پرساد مانگنہ ملنے کو جو نلے دے ساد
دوگھر گھر چھپ چھپ دی سن ، بریر بانڈا گھر گھر ہے
شکرہ سریکا شکر ہے پیا پوراکی لیکر گر پرت من ،
مدنہ دود نال پائی سود مدنہ پیہ بد نبانیی دود
مدنہ رکھ کے ہم کو مدنا چن ، بچہ گنیان کو کچھ لئے چھل

شیخ گل مان چھوڑ تب ول چھل — اسئی مانو تواڑی نسی سارڑے من ،،
ماتھکہ ناہی بن کھولوں گا — بر کہنیاں کو رکھنیا نکو میلوں گا
سخنا نکو کہونا ناچن گاؤن ،، — کملا مکھ ہنس ہنس کھولو
جو کچھ بولو ہم کو بولو — ناچکنا ئیی ہم کو نا بولن ،،
پرمانند کو بی چل ساتھ — تر نہ سکیگا تم پکڑا دن ہاتھ
آپ ہیی بیچاری کو نا رکھ بن — جاگو جاگو شیاما چڑ گیا دن

---

دنہ منزہ بوز تنہا چھوہ واتانہ — ریشن سو درشن چھوہ ہاوانو
کریشن تم زنمہ زنمک آسانہ — ژرت دیمرشہ دفتمانہ بھگوانو
گور ثرتہ کورہ پتہ پتہ لارانو — دود چیت پرت گرہ نیرانو
دنس تان کنہ اتھ چھک نہ ایوانہ ،، — واتت ون دورہ دورہ پرزہ تاوانہ
ژورہ ژولمت سو پورہ روزانو — کیشو سولیتہ شیو چھوہ توننس آسانہ ،،
ست سنگ تہ سموادریشن بوزہ ناوانہ — چھوہ ملہ من ناوہ ناوانو
تسند ووی ناو ناوہ لوہ سرہ تارانہ ،، — شرتہ کورہ دنہ منز بامت چھوہ ڈلیشانہ
ترہ لس سو منز باگ ایوانو — بیتھ کوک زانہ نس سانی چھوہ روزانہ ،،
پتھ پر بمہ بیت بیت بیت چھوک ترانہ — پیتامبر موکھ چھوہ کھٹانو
تتی آیت دریتھ چھوک نہ ایوانہ ،، — اندرہمہ بیسرہمہ تم نن نن ونانہ
دورر پورر چھوہ پرییانو — کھٹان پان واڑہ بندن نہ ژٹانہ ،،
ژہاران ساری پان آسہ مارانہ — منز جنگلس دین دیوانو
دن دل پانہ دان بہی آسہ ونانہ — ژرت دیمرشہ دفتمانہ بھگوانو

# لیلائی ہندی

مُوکھ نا چُھپا کر رکھتا  شیاما پیتا مبر سے
اَسی آئے تاڑی کَنے  شیاما اجودھیا نگر سے

رہیا ہو رس نم رَاما  تم کرشن اسی شُدا ما  کر کامنا سِدھ کاما
ناکر اوُدر ایدر سے ،،

من میں پربہتی پایا  یا چکہ تاڈے سے آیا  واچ دیا کیا یہ پیا
دیکھوں گا اب کیا کرسے ،،

بند راجا بوہ موُہنا  لاگے ست دِن درشن  تم نے درایو گو ورَدھن
ست دن کیا ست برسے ،،

برہما جو برہن پایا  بچ گائیاں کو چُھڑایا  دیکھا جو یہ وِلشنہ مایا
موُڑ لینکے آیو ڈر سے ،،

راجہ یُدِشٹر نے ہارا  لے گیا دریودھن سارا  تُم درویدی کا پیارا
جیت چرھا اُس پر سے ،،

تم کرشن تم سری بھگوان  دینے کو لینے کو سمان  دینا بجتن کو پران
لینا کمسا سُر سے ،،

پرمانند کیاہ کروں  لیب لیکے کرشن کو وروں  پانا کیاہ اُوس پرون
جب کرشن دن راتر سے ،،

انت چھُونہ بھگوت مایایہ آسانہ — انت چھُوہنہ مایایہ آسانو
ست زَن چھنہ تِم چرچہ رُوست رُوزانہ — ژٕرت دیمرشہ دٕقیتمانہ بھگوانو
شکھد یوہ دیوین یےُ جےُ کرانہ — سنمُوکھہ بخت اُدس کرانو
رادھاکرشنس تی اوس زیانہ ،، — تس رُوست کُس دیۂ لیس چھونہ یژہانہ
یس رُوست لُسس چھُونہ نماناتو — گرگرٕ ریشں وارہ تاہ وارہ بوزہ ناوانہ ،،
پمت یوگہ بھگوان اوتار دارانہ — رادھایہ رُوست چھُونہ روزانو
ست زن نیتہ نیم شُری دھیان دارانہ ،، — پانٕے چھوہ بھگوان پانس ونوانہ
پُوزلنس دٕنہ دیاد خرچانو — رُوزہ لنس زگہ منز وار چھوسنہ ایوانہ ،،
نزاکارس کینھہ چھُونہ خسانہ — ساکارہ سروہ کار آسانو
تِمہ یمہ سمرت وینس ایوانہ ،، — مایایہ سیت چھ چھیرن گندانہ
ہاوٕ ہاوٕ مُوکھہ چھُوک خٹانو — ڈیشان ڈیشان تان چھنہ ڈیشانہ ،،
انت گو تُرہ لنس انتھس نہ ایوانہ — تیُت گندُن زگتس چھو ارمانو
نت دِن ترات گورکُورہ ہت گندانہ ،، — گور کورہ رادھایہ ہنزہ ماجہ ونانہ
کورہ کونہ آج چھک پرنانو — کرشنس سیت سیت کونی زن فیرانہ ،،
تراوت شُور تہ کورہ زِیٕ ژہایہ رُوزانہ — اُن تھیرن چھہ آسہ چھاوانو
دیرسہ کونہ سُوی ژہیہ کیاہ روزانہ ،، — شرانچ وارہ تاہ وارہ بُوزہ تاوانہ
مندہ چھنہ شران تس گژھانو — وُندہ آس فیٹنس وِن لتہ زانانہ ،،
رادایہ تتھا نت آسس پرتانہ — کورِ چھم مہ کورہ ریژھ طولانو
تانہ ہنتہ نتہ مول کیاہ کڈی تانہ تانہ ،، — رادایہ ڈیشنس آج چھک نہ بُوزانہ
کُونہہ چھُونہ کینہہ سیت گندانو — کرشنس رُوست نتہ کینھتہ چھونہ آسانہ ،،

ڈلِش ڈلِش تت دلیشہ مایایہ تنبلانہ — الیشر نہ چھونہ پمزہ ناوانو
شمع چھوہ سوی تتہ دلیشہ کال پروانہ ،، — سپنس منز موج آج کیاہ چھ ڈلیشانہ
یندرہ لوکگی ئندرہ اوزانو — ساری چھ ومیت زہ کینہ چھونہ زامانہ ،،
کرشن جو کورِہ گوربایہ شور نہ گور پانہ — کینہہ چھونہ لیس نہ سوئی چھوہ آسانو
لوک آیس کھنہ کھنہ آج موج ہیوانہ ،، — تام گو ناد ادس مرلی وایانہ
دورہ دورِہ پٹھ زن چھ بوزانو — مرت مت آجہ درایہ کورہ پتہ لارانہ ،،
بلہ ادس بھگوان مرلی وایانہ — انگرہ تت تہی چھوہ واتانو
دنہ باگہ ونہ منز یم شو باغ چھاوانہ — ژرت دیمرشہ دفتمانہ بھگوانو
تتہ آسہ نمہ شبدد کینہ زندہ گژھانہ — تُونہ گل ممنہ منز او چھانو
انہ گیٹہ کور کملن گاش ایوانہ ،، — کرشنس روست تتہ کھون چھنہ ڈلیشانہ
کرشنئی چھوہ کرشنس کرلیشانو — پیت بروٹھ بیہ کھوں دریںٹ چھونہ ایوانہ ،،
جنگلس منز باگ آشچریہ او چھانہ — دلوتا نہ گندریب گیوانو
رادھا کرشنئی چھہ پنکھی تہ بولانہ ،، — رادا کرشنئی چھہ ژرو پار بوزانہ
رادھا کرشنئی چھہ ڈیشانو — ٹھٹھہ گو کل کن گورِن چھ کرانہ ،،
سنیتا چھنہ رادکایہ پمزہ ناوانہ — سند یند زہ آسس دیوانو
دلیس جائی چھنہ ژلنس ہیبکانہ ،، — گندہ نس مژہ گیہ کورہ شورہ سامانہ
شورن نہ بڈہ سرہ اوزانو — شور چھوہ سوئی سار وندہ ہانس یانہ ،،
ینہ گژھہ نک اختیار چھوسنہ روزانہ — بوز لوز کونہ چھنہ روزانو
اوزہ نس سرہ مژھ نندری اوزانہ ،، — پانپور شمع ہس چھونہ زالان یانہ
لارنہ اگنہ نورہ لارانو — پروانہ میلہ لیتہ پروانہ پراوانہ ،،

ہوشہ ڈجہ مژہ رد شہ مژہ مژہ دیوانژ — اَتھہ تہ آسہ پانہ وِن کرانو
کُونرک سس چت پژمژہ مستانہ — نُن نُن کرشنس کُن آسہ وانہ
بُوزِت سوکنہ ڈول دیوانو — اُومانہ مانہ بن رُوزِت یکسانہ
کُونرک سنرُی ڈونگہ ڈونگہ کرانہ — تم ہم ہتہ تل فٹانو
ٹھٹھ کرہ لس چھہ پانہ دن یژ ویٹھانہ — ہندی زِلوہ آسہ سندُی کاسانہ
گن وادتسندُی وکھتانو — نِتھرپاٹ ماٹھس سُلہ ونتہ سُلوانہ
ژِت ومرشہ دفتمانہ بھگوانو

# لیلائی گوپیاں بزبانِ ہندی

گنیا کڈو پریہ نیاری اری
اُسیکو رکھو بچہ تاری اری

نانندہ جہر کا چکر ہمیں — ناتمری ساتھ پیاری اری
نا بولو تمکو گورہ گوسانی ہمارا — ناہم چاکر چھلا چاری اری
زیج بن لیکے رادھا کو — رلج ناھبی تم کو کواری اری
گھرمیں چوراکے کھانا دود مکھن — بن میں دینا مائی داری اری
کھیل بن تم کو کچھ ناہی کم — غم چھوڑای کمساری اری
آسکنو آکھوں تم کو گاو دراگ — چاہتا ہی گرڈہ سواری اری
آج تک رہو ہُوا سو ہُوا — آج ہو تم سے کناری اری
کرنا ٹہل جسکو رہے یاد — کیوں کرے اُوس کو جوبساری اری

جگ میں جگ سے ہووے اُدپائی    پرمانند ده یون تاری اری ،،

---

زانگ نہ ییت ٹاٹھ کرشنس ونہ ہانہ    بالک مُرزیرہ چھُوہ پرانو
پنزہ منز رزہ زن سرفس کھوژانہ    ژرت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانو
زانِ زانِ کرشنس چھہ آشچریہ زانانہ    زانِ زانِ گژہان یژہ ناوانو
بابا چھہ سرِیس ژہا پایہ ژہانڈانہ ،،    سیدت سیدت آمت کیت چھس زانانہ
بُدھ زانن چھوہ بُڈُے ابمانو    آدین رُوزہِ لُستہ ویدچھوئی وکھنانہ ،،
راجا جوگی تہ اگنہ زل چھہ ونانہ    کینسہ ہند وینسہ چھنہ سپنانو
نمن ساری تمن کونہ یژہانہ ،،    ئی بُوزِت دراو ژران ژرانہ
مُرلی سانتانہ ٹمرہ وایانو    تِہ شیدہ دیو دانو تہ آس سمانہ ،،
گوپی تہ گوپین کوپیت کرانہ    تمہ پتہ پتہ لُس لارانو
ڈیوٹھک وائو زنتہ کاوُ زن اُوقانہ ،،    اُوچھان اُوچھان وَتہ چھک راوانہ
دٰہ دیشہ لشہ بیوُن سُو رُوزانو    دٰہ بیندرئی منہ یوگ ابیاسہ گیانہ ،،
ساری ژہاران کُنہ چھس نہ لبانہ    تس رُوست لسنہ پانہ روزانو
تراونتہ پراونتہ راوُنتہ لبانہ ،،    بالہ گیلہ ریشن تمہ بالہ گیلہ ڈلیشانہ
سِریس لِشہ تننہ روزانو    بالہ بالہ بالہ گوپالس پالانہ ،،
دِلوی تہ دیوتا پتہ پتہ آسانو    نیتہ نیم لس کیاہ چھہ پوُزانو
یَس رُوست زگہ منز وگہ چھنہ روزانہ ،،    وُژھ تہ کامدینہ تت شیدس لارانہ
شوُر تہ گورہ فیرلس نہ پوشانو    دَدہ لس خیرہ گیمژہ یژمژہ دلوانہ ،،
پانِ کُشرنہ زن درہ پان ییوانہ    اُون مَدہ وسِ وسِ پیوانو

اُدھہ اُدھہ پانہ رنگہ اُدھو زپانہ ״ کرشنس مُرلی سپدس لاوانہ
وَنہ کِن ہرنہ ہانکلن سانو کامدینہ وژھہ تہ گوُر شوُرِ کورہ حیرانہ ״
ودنس ژھایہ بڈہ ناد ناد لایانہ رادھا گوپن آس ہیچھ ناوانو
یادن شیر کونہ وتہ چھیوہ دیوانہ ״ بھگوان سُو پانہ یہ وتہ گو پکانہ
یادن آسہ میٹ دیوانو سادن نہ سنتھن دُرلب تہ ارمانہ ״
کرشنہ کرشنہ مَنہ تَنہ کوُنہ چھیوہ زپانہ دُوشس ناتوُئی آسہ کاسانو
تسندی نامہ سُمرنہ چھہ لوک مُوکلانہ ״ پشن چھہ گوُر کورہ ژٔپشتاوانہ
پشِ ہس چھوُنہ اسہ زانانو پسمان پشیمان کرشنس پُشرانہ ״
ہی کرشنہ پاف سان ژی چھوک ڈیشانہ شاف کاس اسِ آسہ نادانو
کھما کریوہ پانس چھہ پیوانہ ״ ٹاچھ چانہِ رادایہ یاد آئی لوُسانہ
استہ چھمُی نہ تہ رادنتہ آسانو بادہ بکھت بھگوان ژن آئی ٹوٹھانہ
وَیرہ رُوست دیرہ سُست چھُونہ زات اُولانہ لُولہ سیتن کیاہ چھہ اُولہ سانو
ساریَس روشن چھوُنہ زاہ رُوشانہ ״ پریہ چھس بیہ بیہ ونت کرانہ
گوینده گیرت سمہ گیوانو پرمانند تیُی لوُزت چھُو ونانہ

ژٔت ویرشہ دفتمانہ بھگوانو

# ادھیا دویم

## لیلا

شری شامہ سُندر مرلی منوہرہ اَز رہ آمرہ موُراری
زانی نہ برہما ویشنہ مہیشرہ اَز رہ امرہ موُراری

کیشوہ کیشوہ کرُوئ ژامرہ — ژِی شیوہ اوُچھت ژُرُ یاری
ریشوَ ڈُبوُٹھک نہ ہی ویشمبرہ 〃 — ستن سُدرن ہندے آگرہ
یم تارہ تہِ تِم کئم تاری — رتنن چوٗداہ ژِی دراک شریدہ 〃
شوُراہ زَانِت شوُرِن آندرہ — گندان ژِئی سیت آس ساری
شوراہ سنگار پیرِت چھوُسندرہ 〃 — دِلوِہ کنیاین منز ہت سُشکرہ
شکر اُدٹھہ اسہ اوُ ساری — گندر بہ گیوان چھئ کرشنہ گندرہ 〃
لوُربہ پچھمہ دکھنہ اوُترہ — اوُچھان اوُ نِمِت ٹاری
لوچھ ہتن سربہ لگ لگنہ درہ 〃 — وَدان اشِس کرِت چھہ انبرہ
ژِی چھوک نہ بوُزان یم زاری — مُنِ گاش سوُر کنَ چھوہ اسرہ 〃
یتھر پیہ اسِ وندہ گوئی ژِہ پتھرہ — دَتِن نِتھر وَتھاری
درشُن دِیتہ وُنِ استہ رچھتہ پترہ 〃 — وُڈھ گاوُ روُزت جانے آسرہ
یرُہ زن چھہ روزت اَندہاری — گژھ آسہ تمُئ ہت گرژہوَ گرہ 〃
اوُما اسہ کینہہ کھما ساغرہ — ژِہ نفع اسہ خواری
الیشر درشنہ ژلھی اسہ تشرہ 〃 — گوکلہ منز یلہ واتی خبرہ
لُب ہکُنہ ژھارِت ژُوُ یاری — ژُھارنہ لگی اندر تہ نبرہ 〃
دلِ ونِ دیوان بن چانہ آسرہ — یان ہاوُ لگہ ہوُئی ژُرُ یاری
جبدانندنہ وسدیو پوُترہ 〃 — پرمانند وُنِ ونان آشیرہ
ارمان ہست گیمت ساری — پرمانہ ینُن کرِہ کونژاہ ہرہ

از رہ امرہ موُراری

ڈیوٹھُک یام تام شامہ سُندر پانہ
پامہ مشرِت یمہ برُونٹھ آس لُوزانہ
گُل زنتہ منز باگ باغبان فُولانہ
تُوٹشش سُویُش آسہ غوصہ زن کاسانہ
رٹہ نس نالہ مالہ پیرانہ
تُتہ کترکُ تہرِ ساعتا چھوہ روزانہ
ڈاس گوَ روشُنش سُو بھگوان توشانہ
کرشنس پرد کھسہ فیرانہ
. تمہ شالس تو تایہ نِندیا رُوشانہ
نہ اَوپاد پانہ اُوپاد غارانہ
رادا کرشنہ کرشنہ بولانہ
نُثرہ نس آروبہ رُوبِہ آسہ دزانہ
پانس زبہِ سیت زبہِ سیت نژانہ
سارئ لئے گیمژہ لُوزانہ
ناردمنیشرہ موُرہ چھلہ کرانہ
راس آسہ کھیلان رکھسن گالانہ

کامدیو کامنایہ لوُزانہ
ژِت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانہ
بخلتس پوشہ مالہ پُوزانہ
،، ولیشہ مایایہ ہنز گنڈ دُور گژھانہ
،، فٹش ڈا چھرہ وُندہ پُھوک الوانہ
بیت تام یاسکرہ یاسانہ
،، سِمت وژھ تہ کامدینہ بُن رُوزانہ
،، گوُر گوپیہ کورِہ شوُر تہ آتژ وندانہ
سانگہ پوُژھ نتہ کیاہ تس ہانہ
،، رسہ مدسہ رسہ آیہ راس آسہ کھیلانہ
،، گوُر کوُرہ گوپیہ لاکھہ کرشنہ جی کانہ
دچھنس دیناہ وایانہ
،، مُرلی منوہر مُرلی وایانہ
،، رادھا کرشنہ کرشنہ تنہ منہ زپانہ
ہلدر ہلہ مردی سانہ
ژِت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانہ

# راس لیلا

گوُر گوُپیہ تہ وژھ گاوُ ہت لائے نادا
رادھا رادھا رادھا رادھا کرشنہ ژئ

راسہ منڈلس چت پریموک مس ساسہ بزہ مژہ گیمژہ نژہ نس
اک اکس انہ واس لایان آسہ نادا ״ تتہ آمت تتہ ہمت کیت
نیائی انزرت پالسہ ہمیت ناردِ سودام تیکھدیو درو پرہلادا ״
ایندرہ لوکتہ ونزہ بند راین نندری اندر تت چھ ڈلیشن
گجمژ تتی سارنی دیہہ اوپادا ״ سُٹھکہ بوترات شانتے مژ
برانتا زانت تت دیہ گرژھ کامدیونی کامنا بہت کامہ سادا ״
ہیٔ گو بختہ باوئی ہیٔ گو گیان پانہ میانہ نشیحی کرت تی مان
ات دیک منز ویتھالنس سمادا ״ تریلوکی گیمژ دنواس
جوگی زنگم تہ سِد تہ سادسنیاس موکھرت گیمت بوزت تت سمودا ״
اوتی کشپس یس زایاوٗ بلہ دانوس ژھلہ رِنہ آیاوٗ
تربھون رٹت پوش پویس کیاہ اردہ پادا ״ دشرت راز نتہ کوسیلا ئی
ونواس ڈاس کرہ لنہ کائے راونس راج راونس کرہ ویشادا ״
سوئی بلہ ویرنشچل اٹل ہلدر رام آتھہ ہمت موسل
چورِاسی راس کھیلہ نک اوسس کوادا ״ اکوہہ دوہ تیہ اکوہہ راژ
ترزگت اوچھ اوچھ گیہ آرہ کینژ تتہ کوہ رانہ کیت یگ گیمت آس آدا ״
بہہ آیہ شالن ہترہ بادس طوطرودمت گرہ بوگی کادس
گلمت ویرحد لبغض انادا ״ کل کچھتہ کتہ منہ وسراوِت
سینہ منز باگ کی سیر بادت گوکلک مخت گیمت دادا پرہ دادا ״
راس گو سمہ رسہ بتہ سمدرہ راس گو زہ ژمہ بیتہ ٹیوٹھ تہ مدرہ
راس گورودمت آسنہ کینہہ اپرادا ״ راس گوست سنگ راس گو پاٹھ

راس گو چور اسی چھس ژاٹ
راسس چھوہ نارد پرون پرون اُستادا ،،

راس گو جگہ جگہ جاگے جگدیش
راس گو دیشہ کالہ روست اُپدیش

راس ہوم راس یگین راس آتھ راس ثرادا
اکوئی سُو کرشنہ جو سارنی سیدت ،،

زیوہ کِنِ زانہ کوہ تتہ آس کیت
کرشنہ آباد مان تس روست سارِوئی پادا ،،

پرمانندہ ژہ تہ لگہ نئے آند
پوُشنئے یت پریم آند وند

سرسُوتی رادھایہ کرُنئی پرسادا
رادھا رادا رادھا رادا رادھا کرشنہ ژی

## شری کرشن جی کا رادھا ماتا کے پتا کے پاس جانا

### ادھیای سوئم

دیشنہ بابایہ کھونیہ چھونہ زانانہ
نانا نامہ ریپ دارانو

اُوچھ اوچھ کنہ کوئی آسس زانانہ
شیچھ گل کیا گیا پرمانو

اُوچھنس پانی لیس اُوچھ ناوانہ
بدہ شرد یہ گژ پژہ پژہ آسس گندانہ ،،

تت پرژ ہیبہ کھو نہنہ واتانو
ہتر گیہ درتھی لولہ ہتر دیسانہ ،،

گوکل یئی کرک رات دن واتانہ
شور تہ کورہ کیاہ چھ راس کھیلانو

کرشنس تہ رادھایہ ژُر پریم آسانہ
رادھایہ کرشنس ژُر پریم آسانہ ،،

ماکس ناد لس برکھ بانو
قبیلہ یُڈ کرانہ ژ آر ٹاٹھ آسانہ ،،

رتھو موکھ سارہ سُوکھ آسان گندانہ
رتی سُو کامدیو یژھانو

کرشنہ کرشنہ بولان کرشنس پریانہ
صلاح پیوک تنئی زہ رادھایہ منگہ ہانہ ،،

برکھبانس کونہہ سُوزہ ہانو
لس ویدہ پُرمت پژ ویدیا وانہ ،،

واسدیو زاژن پروہت آسانہ    گرگہ جی گوکل واتانو

تس ہتکارہ کِس کتہ کیا چھہ باوانہ    ژرت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانو

ریشس چھہ جسودا پادن پیوانہ    پرشن کتھ ہند نہ کرانو

لگنو بیوٹھک تار چھنہ آسانہ ״    لگن رت تم لگن چھوہ وَنانہ

بھگوان چھوہ کرون آسانو    دکھنا دت چھس آرتہ وَنانہ ״

کرمہ لون یدنے کونتھہ چھوہ زانانہ    درمہ پوژہ مٹہ ہیت نیرانو

گرگہ جی رادھایہ منگنے چھوہ گژھانہ ״    زاتوک ہیت ییت اوشیہہ آسانہ

تت لگنس کونہنہ واتانو    گرگہ ریشس چھوہ ورگہ پاٹ درگہ دار واتانہ ״

واتِت نت دیشس دوش ژلانہ    ییتہ رادکا آس لسانو

پرنام کرہس یژہ چھس نوتانہ ״    یان وتھرا وہس نہ جان چھس وزرانہ

مان کرہس بت چھوہ پرزانو    درشنہ تسندی من چھوک دیٹھانہ ״

پرژہس ریشہ کوہ ویشہ چھوک الوانہ    رشہ روست اَس چھت زانانو

موکھ چانہ ژجہ آسہ زنمن ہنزہ ہانہ ״    درشنہ گرگہ ریشس یژہ پرکاشوانہ

آکاشہ وانئی دکھتانو!    پرینام کرہس زن اوس بھگوانہ ״

دوشون پادن دوشوئے پیوانہ    یژھا پوزن پرژہ ہانو

کردی اس کنہ کرک یا نیانہ ״    لادن تس لیس چھوہ بھگوان سوزانہ

سادن ساری پچھہ پوزانو    پوزنہ پوژہ یژہ واک چھوک نہ موچھانہ ״

پورنہ گژہ سیت یژہ ویدیا وانہ    شوبہ کامہ یژھہ مشری تارانو

رادھا کرشنس کرمہ لون ملوانہ ״    نندہ گوپ زانن اوسک وَنانہ

تس کرشن اکوئی چھوہ سنتانو    یژہ لوٹھ تت ییتہ بکھتن بھگوانہ ״

کُلہ مُولہ زانُیوک تو ہے ہیو آسانہ — ہشرس کو نہتہ چھُنہ پمزڑھانو

پمزڑھ گار پرڑھ پرڑھ ہُون میلنن بہانہ ،، — دُوگنیر کاستو ادہ وکھتانو

رادھا چھہ لچھمی سُو نارانو — لچھمیہ ناران ژہاران پرارانہ ،،

رسای رِیش کینہتہ اُوسنہ خیوانہ — ہاوُتم زانتک یُو اُوچھہ ہانو

میلہ دوُن سودا کو نہہ چھا گیلانہ ،، — زانتک ہاوُہس تہ وارہ اُوس گنزرانہ

تارہ فِل وارہ انتر راوانو — نو آمشہ باگ اُوس دیباگ دیوانہ ،،

نوہ پنچک پہچکنہ یوگ جھوک میلانہ — یوگی باوس چھوہ خسانو

شوبہ فِل شوبہ گرہہ اُودیس آسانہ ،، — اُوچھہ اُوچھہ گرگرجی یژ یژ ہرشانہ

ورشہ فِل تم وارہ بُوزانو — نارُد تہ زِنہ کالہ ائیی اُوس دیانہ ،،

بِدگوک زانتک شوبہ فل ونانہ — دُوشہ رُوست دُوشوُی آسانو

شری ناران رُت آسہ پژھانہ ،، — سنیتا پادن دُون چھس پیوانہ

ہانھ جوڑان ساتھ برکھبانو — کِھما کرژہ آس بیہ چھس ونانہ ،،

بُوز وانہ ویز پُوروک چھہ کامہ کرانہ — سنز پانہ بھگوان دیوانو

کرمہ لوُن نوُ پرُون کو نچھا چھا زانانہ — ژرت ویرشہ دفتمانہ بھگوانو

نندہ گوپ جسداس کیاہ چھہ بُوزانہ — بیت سمیس منز چھہ باگوانو

اکوئی سنتان یژ لوٗڑھٗ آسانہ ،، — کرشن ناوُیس دلوتہ سُوی آسہ آسانہ

دنہ یُس دِن نہ رات ترانو — تھفنہ دُودہ ژورہ گور شور ہت الوانہ ،،

پمرت گیرہ ژورہ ہاژہ تس کیاہ چھہ لاگانہ — گُور بایہ ژرہ مونجہ ہیوانو

تھفنہ ریننرن پیٹ چھس نژہ ناوانہ ،، — گُور گُور بایہ چھس پتہ پتہ لارانہ

وتہ تس ہتہ واد ہیوانو — پتہ بُوز بالک بلہ ویہ مارانہ ،،

دَنیسہ چھو لُوکٹُوئی لوک چھس زانانہ　　کھیلہ نَس کُونتھہ چھس نہ پُوشانو
لوکٹُئی نہ بڈ بڈ بڈ چھس مانانہ ″　　ژھلہ بکہ ویرن ہُند ویر آسانہ
شرن سیدت شرُ لاگانو　　دیوتا زن تہِ بڈرا کھس گالانہ ″
لوکٹس بڈ بڈ عیب غیب گژھانہ　　بڈرت چھنہ تم شوُ بانو
رانڈہ چھو تہ توہ چھنہ مصلحت پیوانہ ″　　مالِس نہ ماجہ شرُ یژ لُوٹھ آسانہ
ماچھرہِ ونیت نہ ہیکانو　　لُوکہ شرُ ہیت کِت دوده ژورہِ فیرانہ ″
مشہور دوده ژُور گرگہ جی چھا جانہ　　کُورہِ موُرہِ کُونتھہ چھونہ راوہ وانو
ڈکہِ وُسرت یدِ کونتھہ تہ چھونہ اُچھانہ ″　　مالِس ماجہ شرُ یوُتھہ لُوٹ پریانہ
سیی منترہ لبہ آسہ رُوزانو　　ریشہ آسہ توہ کِتہ فُوف چھوی فورانہ ″
یوہ یتہ مصلحت کرت کُونہِ آنہ　　شوُئی شیچھ آسوُئی لدانو
دیُی ادہ بُوز کتہ تئی گوَ پرمانہ　　ژرت ویمرشہ دِفتمانہ بھگوانو
ریش واکسِ تہ ماکونہہ آسہ فیرانہ　　یِم اکہِ کتھہ کیاہ چھہ فیرانو
پُوژن پرہ ریش بوزُن چھوہ منگانہ ″　　پرسند ریش گوَ بوزُن چھو کرانہ
سَت بوُزن کِت پرمانو　　ستہِ وادی کیاہ چھہ ست واکھہ مانانہ ″
ریشہ واکھہ فیرنہ چھم پانہ ونانہ　　کوَہ چھُس اَپزِ یوُر لاگانو
پرماندہ بوز کینہتہ چھنہ انزرانہ ″　　دارہ نت آرتہس وارہ آس جاوانہ
ینہ رائوُ وَنان وَنانو　　بُزہ رستن چھہ لبت منترانزرادانہ ″
اَن خت دنہ دیار دکھنا دیوانہ　　یادن یٹ شیر تھاوانو
کِھاکرزہِ ریشہ شوُمنہ سادِ دانہ ″　　فیرانہ واک دانی چھس ونانہ
شوبہ کامہ یژھِ شری نارانو　　اما چھوُ منہ منتر بیاک کت سُورانہ ″

کرنس زہ پنز یاٹھ ژیتہ الیوانہ　　سُرنس چھہ کرمہ لوٗن آسانو

درمہ نشی ڈلہ ہنتہ لوک لدہ نک ہانہ 〃　　گرگہ ریش گوکل کُن گوٚ پکانہ

برکھبانن چھہ فکرہ کرانو　　کٹمبس سُمبرت مصلحت پریژہانہ 〃

رنگہ رنگہ مصلحت کینہہ چھکنہ پیوانہ　　ساری زیوہ تہ اوٗٹھ فیشانو

ریوان اکہ یکھہ بیہ یکھہ ریوانہ 〃　　مالو تہ بیتہ کُس آسہ زانانہ

کرمہ لون کُس کیاہ چھوہ آسانو　　کرشنن نن نِن لوزنچھ افسانہ 〃

ژھلہ یا موکلو تہ آسوہ پوشانہ　　آسن لوک اوہ آسانو

ہیرہ ہیرہ کت فیرہ آسن زہ ہڈانہ 〃　　فیرہ ہاو واکھ واڑہ من چھوہیتہ پژانہ

فلہ نتہ آسوہ خوٗلانو　　رنگہ رنگہ گنزرت کینہہ چھوکنہ انزرانہ 〃

پرماشند لوزکت انز راوانہ　　بیتہ راوہ تیہ راوہ راوانو

لوزہ رستن چھہ منتر انتر راوانہ　　ژت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانو

# لیلائی ہندی

رکھی نے کیاہ بات سُنایا　　چورانکو سِد ساد بنایا

ساد ہوہ ہووے پاونہ ہاری　　نالو گوکل پاونہ ہاری 〃

قو نجنج وانگر سمندر پیوے　　مائی کو نالکہنہ ناریوے

تیگہ ستو من دوٗدہ پیوتا　　پاونہ میں او کیسا جیونا

چوٗر چورا ونہ کا بدنائیے　　جس کو وہ نائیے سِدنائیے

ناہی چورا دنہ موتی سوٗنا　　دوٗد لینا پینا پھر سوٗنا

چوٗر وہی تا پکڑے کوئی　　نالوگ اکہنہ اوئی

چوُر ہوا ہی پرکانا ئیی
پرمانند تم نشچئی جانو
آف وڈائیی پچ اُوس شرادا
طُل نند استُت کِس کو اکھا
کمسا سُور اوس ویری جانو
لبوبی نائی موتی مالا
بن میں بیجئی بیبرج مُوتی
ایسا اس میں سہوت اکھا

لُور دمُری لگانا ئیے
اُوسد بکھتان اوسدا جانو
شانتی کرنا والا شرادا
وید شرتی سمرتی اور یاکھا
اُوسنو سُرگہ سری جانو
یاوے گلمیں کیاہ نندہ لالہ
دیکھا دیکھنے کیاہ دیوتی
کچھ گل پرمان نائی راکھا

---

کیتاہ پتہ پتہ کرتُر آسہ کرانہ
ذیہ لون بیہ دُور کرہ چھنہ ژرینانہ
پیہ نالائق تہ بیہ بیہ ونانہ
پتر کال پانہ ون وَتن تہ بُوزانہ ״
آسو زہ پتر پشتا وانو
مالا زہ آسک مختہ پچی ونانہ
رازہ دارہ نتہ ما رازہ میلانہ ״
باآگس دُوگن تورہ پُشرانو
بِئی گوک جواب تہ آسن بُوزانہ
بمن جواب تی خسہ نزہ آسہ ہانہ ״
تمہ اتہ وگہ نیک شانو!

پرژھ پرژھ اک اکس دیانو
ژرت ویمرشہ دفتمانہ بھگوانو
کوُہہ نندن تہ کوُہہ توُتانو
کرت کام کارچ ئی گرژھ جانہ
یامہ کوکہ ہنزہ تئی پنتو پنتوئی تاوانہ ״
اک فُل نہ تَت کیتسہ آسانو
سُوئی پیوک صلاح یوگ بمتی لدہ ہانہ ״
اگن نیر کنہ آسن مندہ چھانہ ״
آسونہ استہ داک فیرانو
آمہ کتھہ سارنی سُد پیوک نشانہ ״
بھگوت مایا اَن ما چھہ زانانہ ״

رتنو پیہ تمہ تختہ مالائی سانہ پروہت تورہت سوزانو

وات گوڈہ گرگہ جی گوکل چھو واتانہ ،، ڈیشت گوکلہ کن چھو گاش ایوانہ

پرہ کہن چھہ سارتس کرانو نک بڈتہ ہمہ جان پان ونداہ ،،

عمبر تہ اوفر چھہ وتن چھکانہ ستن سندر نتہ ارمانو

زل تیوت سمبراوت چھونہ سمانہ ،، لوگنی آکاشہ لوکہ آسہ نشانو

گوکل کونہ چھنہ ویترانو تڑہ ہی لوترات لوک چھسہ پچانہ ،،

داوہ لوکہ دیوہ کنیا یہ ونہ ناوانہ گوندہ گیت شمہ تہ گیوانو

گندریہ تہ اتھ رتہ یندرہ لوکہ ایوانہ ،، کلاو انت پانڈ بکہت ایوانہ

مردنگہ بنگہ ڈکرہ وایانو سامہ وید ایدہ بکہت آس کرانہ ،،

ڈیشس چھو سار دیس ڈیش ڈیش پرتھ ہ دورہ پیٹھ نتہ لتس واتانو

پتہ رتہ گاریتروارہ ونس نہ ایوانہ ،، جشودا ماتا یہ کن اوس ونانہ

پمہ پیہ ونہ کتھ چھنہ مانانو کرشنہ جو چھوہ ترک توہ تار آسانہ ،،

زانہ توہ تم تہ کولہ قبیلہ کرانہ سانہ ہتہ اون مک تہ پیوک پرمانو

شچھ بڈہیت تورہ کھوتہ آسہ ایوانہ ،، کرشنن گونہ واد ساری چھہ بوزانہ

بنہ پوروک کیاہ چھہ مانانو نتہ چھونہ کرشنتہ برہما تہ زانانہ ،،

سرلیس کس آسہ بیہ منتر کھٹانہ زگہ منتر کرشنس زانانو

وٹہ دون زہ مختس آسنہ وٹانہ ،، ساروئی یہ ونہس تی اوس ونانہ

کرشنہ جو تہ کن دت بوزانو تنہ ہمہ بوزت کنہ ڈول دیوانہ ،،

جسودا ماجہ اوس تھنہ فل منگانہ توہ روست چھوسنہ وڑھ رچھانو

کوتہ خورہ ڈیتس یہ چھوکنہ بوزانہ ،، یتھی شنڈہ چھوی نہ نبتھر میلانہ

کم پاتھر چھُم لاگانو ٹھٹھہ پآٹ ٹاٹھس پاٹن ویٹھانہ
تامت چھُوسوُز مُت پرُوہت واتانہ رتھوَ تہ مختہ مالائی سانو
ڈبوٹھاک مٹھوک یہ کینہہ آسہ ونانہ پرنام پانون پزہ بوتھ کرانہ
اک اکس ڈلیش ڈلیش ویٹھانو باگس توہ پتہ گنڈ وسراوانہ
مختہ مالہ کرشنہ جو تام تھف لایانہ کیاہ گل زہ گلہن پادانو
ژہل اس تھوئی ژھلن نہ ڈیشانہ آسان کوک چھس رٹہ نسنہ پوشانہ
پروہت ہت پتہ لارانو جسودا بڈہ بڈہ ناد ناد لایانہ
جسودا آس پان پانس ونانہ ڈینس یہ تی چھس ڈیشانو
ڈود ماہت کوک چھہ اپزوئی ونانہ بیت مختہ مالہ پوشراونس پوشہانہ
راونس تتی ما چھس ڈپانہ پنی راوکتہ پتہ آس منده چھانہ
رنگہ رنگہ ورلاف کوک آس کرانہ کنہ جان کتہ پتہ ونانو
جسودا دندہ تل زبو ہت منده چھانہ ہیرہ بونہ پتہ پرونٹھ فیر فیرا دچھانہ
کرشنہ کرشنہ ونہ ونہ ونہ والنہ دیوانہ گیمژ تہ لوکہ کتھ بوزانہ
لالو رٹھسو نالو دیوانہ آلوَ نہ گنہ کن بوزانو
بالو چھسو بالو لو پکانہ لبہ روز پانس آسک لبانہ
پرمانند لیس چھو ژھانڈانو پرپمہ سدت ژہانڈ ژہانڈت چھہ الوانہ

ژرت دمبرشہ دفتمانہ بھگوانو

## لیلائی جسودا ماتا

ژالہ چھم اشرنے لوکوتاہ ژالہ لالہ بالہ گوپالہ میان پالنا کر

کرشنہ چھم چاکِ دریٗی وائی لوزک
اک رٹت نالہ مَتہِ بیہ گنڈئی نالہ لالہ
مختہ ہارہ پوٗژِہ مختہ ہاران چھس
دُیہم مہ تھہِ ژوٗر چون کیاہ کتھہِ خیوانہ
گال چھم زہ دین ماوہ نئی کتالہ لالہ
نیائی اَنہ رائو تتہ راوئی لوٗ
ہیرہ لوٗنہ لُب ہکنہ ہیڈہ نم لوکُ ما
کرشنہ یم وَنان چھُئی دنہئے کتالہ لالہ
رنگہ رنگہ سارنگہ ہر دنگہ تال
ملس برہمنس ملس ییس آکھہ
کال اُوس پرنہ نہ مارنم ما اکالہ لالہ
دُس دِس پیوان نیہ زوٗن زن
ارِس تہ ورِس روگ پیوس واتِت
رازہ ہمس زالہ لگ زلہ لنہ زالہ لالہ
سوٗر مُرت زارکس فیرِت آدُ
پرمانندہ مختہ ہارہ کنہ کن تھو
مکھ ہت گژھ یُس کرہ مختس مالا لالہ
تتہ کنہ اُوس تنت مختس مل

لائی نہ مختہ مالہ پوٗژہ موخوژ
〃 پُشرن چھوہ مختہ مالہ مال کوہ ژہ چھم
وانیک نہ پئیٹی ونہ نم چھنالہ لالہ 〃
اَنہ گنڈہ فیروٗن چھوہ لوکہ دارن
〃 گندہ لس چھوسمیت پالینہ پیوٗمُت
تراوِت مہ کرہ ڈالہ بالہ ویشالہ لالہ 〃
چھوک بالک چھوینہ ہرشہ شوک ژی
〃 دیوتاہ ساری بیہ گرہست توتہ لس
سنطور دُکرہ ہت بیرو بتالہ لالہ
زناردنس ونس منز
〃 ریوان دیوان گیوان گیوان
زال اوس زالہ لگ چھم خسان زالہ لالہ
ژرس گالٹس کھور کیاہ آس
〃 سمسار برم چھوی بازا بازا
کیاہ خش کیاہ پنچ کیاہ دوخالہ لالہ 〃
سن سن ییتہ کیاہ چھہ سن ڈیشان
〃 پرمانند چندہ چھون اُدچھن پانس
پراوی موکھت تراوہ یُس دیارہ مالہ لالہ

بالہ گوپالہ میآن پالنا کر

---

مختہ مالہ رُوست تان کرشنس ڈیشانہ ‌ ‌ لارانن تہ نالہ ہتہ رٹانو
مختہ ڈیبو ٹھنس نتہ زندہ مُو کہت گژھانہ ‌ ‌ ژرت وہمرشہ دفتمانہ بھگوانو
شاہ چھُوسنہ فوران تورہ چھُس پرژھانہ ‌ ‌ مآج مختہ بیول چھا وَوانو
ہنہ وُو بیول کُنہ خل چھُوہ سمبرانہ ‌ ‌ 〃 ہادیٔ کیہت کیہت لیچھہ کُل خسانہ
باغس چھہ ساسہ یَد باغبانو ‌ ‌ تلی گوس چھُم کرشن مژراوانہ 〃
مختس تہ مژھ چھُونہ باکے زانانہ ‌ ‌ مژہ کیاہ چھہ یژ فکرِ کرانو
مُوژرہ کیاہ پت کُن بہ لیُس آسہ راوانہ ‌ ‌ 〃 کرشنی یکہ سیکھہ مختہ آسہ کرانہ
یژھ یژھ کونہتہ چھُونہ راوانو ‌ ‌ رُود مُرت سمشئی رُود مختہ دیوانہ 〃
جسودا مہوہ مایائی حِسہ ڈلانہ ‌ ‌ مختہ کیاہ زہ لوتہ مختہ راوانو
یُت چھِنہ ہنز مختہ ڈارس میلانہ ‌ ‌ 〃 اَنبہ ناوت چھُوسنہ تمنا نیرانہ
رمبہ وُن مختہ مال سوٗ زا لو ‌ ‌ چھکہرن مال بالہ چھوم تنبہ لاوانہ 〃
ہیت کیاہ گژھہ وُن پروہت ونانہ ‌ ‌ ہیت چھُومنہ دیت کیاہ کوہ زانو
بہرت کیاہ آم وَنت کوہ زانہ ‌ ‌ 〃 کرہ نم تہ یژھ مختہ مژھ چھُونہ آسانہ
یژھ کیاہ چھئی مژی نارلو ‌ ‌ مژھ اوس دت یژ یژ اوس برانہ 〃
زنگس مہوہ اندہ کار اُوس ولانہ ‌ ‌ مختہ دانہ یژ زہ دان ہتانو
مختر زہ مایا کُونہ چھُونہ زانانہ ‌ ‌ 〃 جسودا بہ تس تہ ہوش نزہ رُودمُت دانہ
مختہ دانہ یژھ دان ملسانو ‌ ‌ روزہ بسہ لیس تس چھوہ سنتوش آسانہ 〃
غرضمند لوک دنمت چھہ دیوانہ ‌ ‌ کرشنہ کتھ کَن تھاوانو
یزہ ماوبرہ ٹنگ دیوہ نیرہ ارمانہ ‌ ‌ 〃 یکانتہ کرشنس پتہ پتہ لارانہ
جنگلس ہنز باگ ڈیشانو ‌ ‌ مُختہ کُل نیرانہ مختہ فل نیرانہ 〃

بَرٕ بَرٕ چھہٕ مختہٕ لنگ یٖشھر بمانہٕ
مٔھترایہٕ لُوزمُت مختہٕ وُون کرُن دانہٕ
کارنتہٕ ریٖش مُنیٖن سانو
سُمبرائُ لُوکَو مختہٕ انبار خسانہٕ ″
پنٕژہ تُوٕدہ باگی چھُوفُتہٕ فُتہٕ بیٖنانہٕ
دکھتایہٕ پُوٗژہ یژھ رنٕژہ وانو
گرہ آکھ بربرٕ ونِ چھُوکھ نہٕ رُوزانہٕ ″
بھگوان ژُوپار مختی چھکانہٕ
دھرم تہٕ دان یژ چھُوٕہ کرانو
گُوکلہٕ کِن بکھت ملکت اُنٕس کرانہٕ ″
مختس لسندٕس مَن تَن گیہٕ کانہٕ
رٔتٕو یجہ جرِ چھہٕ اُورانو
توٕہ یتہٕ گوکلٕک جگ تہٕ ہوم کرانہٕ ″
یژھا بُوزَن برٕہمنن کھیاوانہٕ
نٔشُورِن نہٕ رٔٹتس نہٕ یُوشانو
پرمانند تٔت یادِن پیوانہٕ ″
ڈُٗھنٛس رادھا سیٖت کرشنہٕ بھگوانہٕ
گیوان کُوتت دراوٕ ریوانو
برکھیانِن وَتہٕ کُن اَچھ لُوسانہٕ ″
راج زِن سُو پراوت باج ہِت ایوانہٕ

مُفت زَن سُو مختہٕ ڈاہ میلانو
″ آشچریہٕ مایایہٕ آیایہٕ اُوچھانو
اَن زَن چھہٕ تَتہٕ اسہٕ ہیُوٕ گژھانہٕ ″
نندہ گوٗپ مَت صدٕ تہٕ باگرانو
″ پروہت سُوسوز مُت گنٛشہٕ ترک سمبرانہٕ
یژھ چھنہٕ ایوان کُوکن نیوانہٕ ″
مختی ترفت لُوک گژھانو
″ گرہ آوٕ پروہت ہت سُوز سامانہٕ
گُورکا مدینن مختہٕ مالہٕ بیٖرانہٕ ″
مُوکھ ہندوی سُوکھ دیوانو
″ ساسہٕ برٕہ مختہٕ مالہٕ توٕہ مالہٕ خوتہٕ جانہٕ
سُونیٖن چھہٕ لُوگ ہت پروہت سُوزانہٕ ″
دیوتا تہٕ کرشنٕس چھہٕ لُوزانو
″ نٔژہ لستہٕ گندہٕ لس چھہٕ گُوریایہٕ توشانہٕ
کرشنٕس تہٕ رادھا ماتایہٕ وُلوانو ″
سادِن سُوی قُل منگانو
″ پروہت سُوسُوز مت مختہٕ دکھنایہٕ سانہٕ
دھنہٕ شرونس چھُوٕنہٕ تیُوت اَتہٕ خزانہٕ
برٕہمنس چھہٕ دُوٕرہ تام ڈیشانو
″ یارِن کِت سُون سارگی سامانہٕ

